us through them ___see us frantically bury
houses to save them from fire that, lkie a wall,
caves in. The soldiers light it, hone the flames,
burn our world to sudden papier-mache

inlaid with gols, then ash, When the muezzin
died, the city was robbed of every Call.
The houses were swept about like leaves
for burning. Now every night we bury
our houses___and theirs, the ones left empty.
We are faithful. On their doors we hang wreaths.
More faithful each night fire again is a wall
and we look for the dark as it caves in.

2

" We're inside the fire, looking for the dark,"
one card lying on the streets says. "I want
to be he who pours blood. To soak your hands.
Or I'll leave mine in the cold till the rain
is ink, and my fingers, at the edge of pain,
are seals all night to cancel the stamps."

تہٕ پتہٕ وُچھن اسہٕ کاژ کھنجو منزٕ ......مُتی آیہٕ
پننٕ گرٕ میژتل ژوٗرِ تھاوان یتھ زِ نارٕ نشہٕ بچتھ روزن
نار، یُس اکہِ قلایکی پأٹھی وٕستھ چھُ یوان
محاٗفظ چھہِ اتھ ہُر دِوان، تہٕ ریٚہن وُپھراوان
سون دُنیا نارٕ بزِ کرِتھ اَتھ پیپر میٚشی بناوان
یتھ سونہٕری کھژ آسہٕ تہٕ پتہٕ سوٗ مُلتھ آسہٕ
بأنگی ییٚلہٕ مویوو، شُہری شہرس نیایگھ پرِ بتھ بانگ مُہتھ۔
گرن ہندی گرٕ نیایگھ پھِرپن ہوی ڈُوتھ زالنہٕ موکھہٕ
تنہٕ چھہِ أسی پرِ بتھ رأژ پننٕ گرٕ دفناوان......
بیٚیہٕ ہُہندی تہٕ، یم زن ووں وأناکھ چھہِ
أسی چھہِ پڑھہِ وألی۔ تہند بن برن چھہِ أسی پوشہٕ مالہٕ الأنز تراوان۔
تَمہِ کھوتہٕ پڑھہِ وول چھُ یہ نار یُس بیٚیہٕ اکھ قلایکی پأٹھی وسان
تہٕ أسی انہِ گٹس پراران چھہِ یام یہِ وَلنہِ ییہِ۔

2

"أسی چھہِ نارس منز باگ ہینہٕ آمتی، انہِ گٹس پرارٕونی"
کوچس منز چیمتس أکس پٹس چھُ لیکھتھ:
یہ چھس تیتھ بٔن یژھان یُس رَتھ ہاران آسہٕ، یتھ تُہندی اتھہٕ أدرن
یاتھاوکھ یہ پننٕ اتھہٕ ہُرِ منز یوٚ تام روٗد میل بُتھ وَسہِ
تہٕ دَگہِ ہندِ أنتھہٕ منزرأژ مُہرٕ بٔن تہٕ کورٕ ٹکٹہٕ رَد گژھن۔"

The mad guide! The lost speak like this. They haunt
a country when it is ash. Phantom heart,

pray he's alive. I have returned in rain
to find him,  to learn why he never wrote.
I've brought cash, a currency of paisleys
to buy the new stamps, rare already,  blank,
no nation named on them. Without a lamp
I look for him in houses buried, empty___
He may be alive, opening doors of smoke,
breathing in the dark his ash-refrain:

"Everything is finished, nothing remains."
I must force silence to be  a mirror
to see his voice again for directions.
Fire runs in waves. Should I cross that river?
Each post office is boarded up. Who will deliver
parchment cut in paisleys, my news to prisons?
Only silence can now trace my letters
to him.Or in a dead office the dark panes.

پاگل وَتہٕ ہاوٕ کھ ! رأوی ٕمتی چھہِ امی آیہٕ گتھٕ کران
تِم چھہِ مُلکس وُبائلی پھیران
ییٚلہِ اتھ سوٗزٕ ے یوت موڑیومُت چھُ۔
ہا ویتائلی دِلہٕ! منگ زِسہٕ گوٚژھ زِندَے آسُن
بہٕ چھُس روٗدٕ شرٛ انِمن منز واپس آمُت تس ژھارنہٕ
یہٕ زا ننہٕ زِ تمی کونہٕ سوٗزُم خط
مےٚ پھٔےٚ نقدی تہٕ ستی أنی ٕمژ مُنلی دَجن ہُند سِکہٕ
یُتھ نوِ ٹِکٹہٕ مُلی ہمہٕ، کورٕ، نوِتہٕ نأدِر ٹِکٹہٕ یمن پیٹھ نہٕ کُنہِ قومُک ناو آسہِ۔
ژانگہِ، روٚستےٚ چھُسن ژھاران، لربن منز ما آسہِ کُنہِ جایہِ دفن
سارینےٚ لرِ خألی۔ بنان سہٕ ما آسہِ زِندَے، دِہکی بروٗتھی تراوان
انہِ گوٚٹ شہہٕ کنہِ اندر نتھ یہِ ووج ٕ گنگراوان:
'فنا سوٗرُے گژھتھ پَتھ کُن کہیں نہٕ'
بہٕ کونہٕ مأنی راون یہِ ژھوپہٕ أنہٕ بنہٕ موکھہٕ
یُتھ یہِ تمی ٕ سنز آواز پرزنأوِتھ وَتھ ہاوِ۔
نار چھُ کولہِ وسان، اماہ مےٚ ما پزِ اتھ کولہِ ترٕ ئُے؟
پزٕ بتھ ڈاکخانس چھُ پھالو وألتھ
پَتھ کُس نیہ یِم لیٚکھی ٕمتی ژرمہٕ ٹُکھ میأنی شیٚچھ ہتھ قأدخانہٕ؟
وون ہیکہِ صرف ژھوپےَ میانہِ چِٹھہِ تس تام واتنأوِتھ
نتہٕ چھُ أکس مورِدٕ ڈاکخانس منزلہِ گوٚٹ دارِ ٕ ٹُ بتھ

3

"The entire map of the lost will be candled.
I'm keeper of the minaret since the muezzin died.
Come soon,I'am alive. There's a paisley
against the light, sometimes white, then black.
The glutinous wash is wet on its back
as it blossoms into autumn's final country___
Buy it, I  issue it only once, at night.
Come before I'm killed, my voice cancelled."

In this dark rain, be faithful, Phantom heart,
this is your pain. Feel it. You must feel it.
" Nothing will remain, everything 's finished."
I see his voice again: " This is a shrine
of words. You'll find your letters to me. And mine
to you. Come soon and tear open these vanished
envelopes. " And I reach the minaret:
I'm inside the fire. I have found the dark.

رأوِی ژِتھِن ہُندسورُے نقشہٕ یہِ گاشس منز ہاوِنہٕ
بہٕ چھُس رأچھ یَتھ مینارس ینہٕ موٗذّن مو یوو
وولا جل جل، بہٕ ہا چھُسے زِندَے
گاشس بدلہٕ چھُس یتھہٕ تتھہٕ اکھ دٕج
منزٕ سفید، أتی کرٕہنٕ
اَتھ یُس سریشُک کھرٕ کھأرِتھ چھُ، سہٕ چھُ وُنہٕ اَتھ پٕتؠ مہِ پاسہٕ اؠ ودرُے
یُتھُے یہِ پوٚت ہرِ دگام بٕنِتھ پھوٚلِتھ چھُ یوان......
ہیٚیے توٚمُلی، پتہٕ أسی تون صرف رأژ منزا کی پھِرِ چلاوان۔
جل پِتو، یتھنا بہٕ پتہٕ مرَے، تہٕ میأنی آواز ہا أسی منسوخ سپزٕمٕژ۔"

یَتھ سیاہ رۄدس منز روز پرٕژھ، ہا میانہِ ویتاٹکی دِلہٕ
یہِ دگ چھےٚ چأنی دگ۔ ژین تن۔ژےٚ پزی یہِ دَگ ژینٕنی
'فنا سورُے سپُد پتھ کُن کہیں نہٕ'
بیٚیہِ بوزٕم تسنزٕ گتھ "یہِ چھُ لفظن ہُند آستان
ژٕ وُچھکھ پننہِ ژھِ میانہِ ناوٕ تہٕ میانہِ چانہِ ناوِ
پگھ جل تہٕ مٕژراو یم رأوی ژِتی لفافہٕ۔"
تہٕ بہٕ ووتُس میٚنارس تام:
بہٕ چھُس منز نارس۔ مےٚ لوٚب انہِ گوٚٹ۔

This is your pain. You must feel it. Feel it,
Hear, be faithful to his mad refrain---
For he soaked the wicks of clay lamps,
lit them each night as he climbed these steps
to read messages scratched on planets.
His hands were seals to cancel the stamps.
This is an archive. I've found the remains
of his voice, that map of longings with no limit.

4

I read them, letters of lovers, the mad ones,
and mine to him from whom no answers came.
I light lamps, send my answers, Calls to Prayer
to deaf words across continents. And my lament
is cries countless, cries like dead letters sent
to this world whose end was near, always near.
My words go out in huge packages of rain,
go there, to addresses, across the oceans.

یہِ چھُ چونٕ دود۔ ژےٚ پزی یہِ وبٔزن۔ تہٕ وبٔزاو
دِلہٕ میانہِ، تٕمی سٕندِس چأری دوجس پٮ۪ٹھ روزہ پوٚھ گرِتھ
تِکیازِ سہٕ چھُ میٖوژانگمن ہنزِ سوٕ تہٕ کوناوانٕ
تہٕ زأنتھ تھوان ییلہِ سہٕ ہیرِ کھسان اوس
یُتھ سیارن پٮ۪ٹھ کھٕنتھ شٮ۪چھ پرِ ہے۔
تٕمی ہندی اتھہٕ أسی مُہرٕ یموٚ ستی سہٕ ٹُلکہٕ رَدکران اوس۔
یہٕ چھُ اکھ محأفِظ خانہٕ۔ لٕوٚمے
تٕمی ہنزِ آوازِ ہندی پوٚت نِشانہٕ۔ امارن ہُندے اُنتھ نقشہِ

4

متمن عاشقن ہندی خط، چھُس بہٕ پَران
تہٕ میأنی خط تٕمی ہندِ ناوٕ یمن نہٕ اٚکس تہِ اورٕ جواب آو
بہٕ ژونگ زأنتھ تس لیکھان۔ اَذان
زرہن عالمن، اکہِ برِاعظمہٕ پٮ۪ٹھہٕ بٮ۪یس برِاعظمس تام
تہٕ میأنی وبداکھ، گزٕ نزروٚس کربکہٕ
کربکہٕ زن مُردٕ خط
تمہِ عالمہٕ ناوٕی یتھ پٮ۪ٹھن پٮ۪ٹھیم وق نکھہٕ اوس، پزٕ بتھ وِزِ نکھہٕ۔
میأنی لفظ چھہِ روٗدٕ سوغات پکان
سوٚ دَرٕو اپور، دِتھ پٮ۪ٹھن پٮ۪ٹھ

It is raining as I write this. I have no prayer.
It's just a shout, held in, It's Us! It's Us!
whose letters are cries that break like bodies
in prisons. Now each night in the minaret
I guide myself up the steps. Mad silhouette,
I throw paisleys to clouds. The lost are like this:
They bribe the air for dawn, this their dark purpose.
But there's no sun here. There is no sun here.

Then be pitiless you whom I could not save___
Send your cries to me, if only in this way:
I've found a prisoner's letters to a lover___
One begins: " These words may never reach you."
Another ends: " The skin disolves in dew
without your touch." And I want to answer:
I want to live forever. What else can I say?
It rains as I write this. Mad heart, be brave.

*(for James Merill)*

یَم اچھر چھُس لیکھان تہٕ نیٚبری چھُ روٗد وسان۔
مےٚ کانہہ دُعا چھُم نہٕ، بس اکھ کریکھ۔ أندری ژٕمُو: یہٕ ہا چھِہٕ أسی! یہٕ ہا چھِہٕ أسی!
یہنزِ چٹھِہ کریکہٕ چھےٚ ژلان، بأندی وانہٕ کینن مکینن ہندی پأٹھی
وۄں چھُس پرِبتھ رأژ یتھ مینارس منز
پانٕے پانس وَتھ ہاوان، ہیوٚ رہیوٚ رکھسہٕ وُن۔
دیوانہٕ ژھایاہ یہ اوٚ برس کُن دأوی دَجہ گیلہِ لایان
یَم رأوی، تم چھِہ یتھہٕ پأٹھی: تم چھِہ سحرِ موکھہٕ اوٚبرس کوٚ ژھ دِوان
تہٕ یِی چھُکھ سہٕ سیاہ مقصد
مگراتہِ چھُیی نہٕ کُنہٕ آفتاب۔ اتہِ چھُیی نہٕ آفتاب
ہے ژٕیس یہ پچأوِتھ ہیوٚ کُس نہٕ...... بَن تیلہِ بےٚ رحم
سوز ژٕتہِ مےٚ پننہِ کریکہٕ۔ کہیں تَے تہٕ یتھہٕ پأٹھی:
مےٚ لبہِ أکس بأندی سنز چٹھِہ پننس معشوقہٕ سندِ ناوِ
اکھ چٹھی چھےٚ یتھہٕ پأٹھی شروٗع گژھان: "خبریَم میأنی لفظ ماواتن نہٕ زٕنہے تہٕ
ژےٚ تام۔" بیاکھ چھےٚ یتھہٕ پأٹھی اندواتان:
"چانہِ چھُہہٕ روٗس ہا چھُم ژم گلِتھ گژھان شبنمس سٟتی۔"
تہٕ یہ یژھان یوٗر لیکھُن:
یہ چھُس ہمیشہِ ہمیشہِ زِندٕ روٗزُن یژھان بیٚیہٕ کیاہ وَنہٕ؟
یہ چھُس لیکھان تہٕ نیٚبری چھُ روٗد پیوان

ہا پننہٕ دلہٕ، متہ دلہٕ! دلیہ یاہ یاو۔
(جیمز مرل نہِ ناوِ)

# The Correspondent

I say "There's no way back to your contry,"
I tell him he must never leave. He cites
the world : his schedule. I set up barricades:
the mountain routes are damp;
there, dead dervishes damascene
the dark. "I must leave now," his voice ablaze.
I take off___it's my last resort___my shadow.

And he walks___there's no electricity___
back into my dark, murmurs *Kashmir !*, lights
(to a soundtrack of exploding grenades)
a dim kerosene lamp.
"We must give back the hour its sheen,
or this spell will never end... Quick," he says,
"I've just come___ with videos___from Sarajevo."

His footage is priceless with sympathy,

# نامہٕ نگار

دۆپُے : "پٔنٕن ملک گژھنس چھے نہٕ کانہہ وار،"
یہٕ چھُس ونان زِ ژٕرے پژی نہٕ نیرُن
سہٕ دِوان دُنیاہچ مثالہٕ، یہٕ تٕمی سُند منصوبہٕ، یہٕ بُتھہِ ٹھٔری تراوان
کُہستانٕی وتہٕ چھے آوٕسیمٕژ
تتہِ چھ، گنذرٕمتی درویش پٔاراوان انہِ گوٗٹ۔
"مےٚ پزِ ووٗل نیرُن۔" تس اُس کتھہِ منز ریٚہہ ہش
یہٕ نیران...... یہٕ آسہِ میأنی اٰخری چھپن جاے...... پٔنٕژ ژھاے

تہٕ سہٕ چھُ پکُن ہوان...... بجلی چھیی نہٕ......
انہِ گٹِس منز گیہِ ہیٚہِ پھسراریے: 'کشیر!'
پھٹہٕ وٕنین گرِنیڈن ہُند گرٛز
زوٗلُن اکھ سوٗت میٚو تپلہٕ ژونگ۔
"اسہِ پزِ یتھ وقتس پٔنٕن نیٚہ ناو واپس کرُن
نتہٕ پھٹہِ نہٕ زانہہ تہٕ یہِ مأتھر...... گرِد وُژھ" تٕمی دۆپ
"یہٕ چھسوٗنی آمٕت...... سراییوٕ کی ویڈیو ہتھ۔"
تٕمی سنٕز تجربٕ مٔو فلمہٕ چھے ہمدردانہ آسنہٕ کٔنی مولہٕ رٔوس

close-ups in slow motion: from bombed sites
to the dissolve of mosques in colonnades.
Then,wheelchairs on a ramp,
burning. He fast-forwards: the scene:
the sun: a man in formal wear: he plays
on the sidewalk his unaccompanied cello,

the hour tuned, dusk-slowed, to Albinoni,
only the *Adagio* as funeral rites
before the stars dazzle, polished to blades
above a barbred-wire camp.
The cellist disaapears. The screen
fills___first with soldiers, then the dead, their gaze
fractured white with subtilities. Whose echo
Inhabits the night? The phone rings. I think he
will leave. I ask: " When will the satellites
transmit my songs, carry Kashmir, aubades
always for dawns to stamp
*True!* across seas? " The stars careen

سۄت سۄت نکھہٕ عکس: بمبأری یہِ پٔتکی شہر
ستوٗنی مسجدن ہُندٕ رٕ پار
تہٕ پتہٕ، اکھ اتھہٕ ہٕگر اندٕگن وزان
سہ وُڑھے برونہہ پۄ کمُت: تہٕ منظر:
آفتاب: گستام وردی ژھٕنتھ
اندٕگن ہٕتی نہ تلمُت سیٚلو وایان
دوہ لوسہٕ وُن، لۄت لۄت شامُن، البنانی کٔنہٕ
کفن دفنس منز صرف ادا گیوٗ رسم
تارکھ نیرنہٕ برونہہ، کرتجن ہندی پأٹھی پین دِتھ
کیمپس اندی اندی، کنڈی تارو پیٚٹھی۔
سیٚلو وایَن وول گوو غأب
پرٕ درشاوان ...... گوڈٕ فوجی، پتہٕ مارٕ گمتی، تِہنز مُدے
یتھ منز سفید دُشیٚتہ چہٕ مُنزی مُنزی رِکھہٕ چھے
امایہٕ کی ہنزٕ چکھہٕ ہُند پۄت گرز چھ روتلس منز بُستھ؟
فون چھُ وزان سے باسان سہ نیرِ
یہ پرٕ ژھان: "اماسیٚلایٹ کرکرن میأنی بأتھ نشر
کشیرِ ہٕتی ہتھ گزل ہری ......صرف صُحہٕ موکھہٕ
یُتھ مُہر تراوَن: 'پرٕزر!'
سۄدرَو اپور ر تارکن ہنزٕ ناوٕ چھے بھٕنس گوھان

down, the lamp dies. He hangs up. A haze
settles over us. He opens the window,

points to convoys in the mountains, army
trucks with dimmed lights. He wants exclusive rights
to this dream, its fuse quartz of furtive shades.
He's been told to revamp
his stories, reincarnadine
their gloss. I light a candle. He'll erase
Bosnia, I feel. He will rewind to zero,

film from there a way back to his country,
bypassing graves that in blacks and whites
climb ever up the hills. The wax cascades
down the stand, silver, clamp
to fasten this dream, end it unseen.
In the faltering light, he surveys
what's left. He zooms madly into my shadow.

ژونگ چھُ ژھبتہٕ گوٚھان
سہٕ چھُ فون تراوان . تہٕ اسہِ چھےٚ وُنل آوراوان
سہٕ چھُ دأر مژراوان

دوٚر بالوٚ منزٕ دورٕ وِنمن کانواین گُن ہاوان
فوجی گاڈین ہنزٕ سوٚژٕ بتہٕ
سہٕ چھُ مکمل مختأری منگان یَتھ خابس پٮ۪ٹھ
تہٕ امہِ کَس پٮ۪ٹھ ٹوپازس منز کھٔتِھ رنگن پٮ۪ٹھ۔
ونتہٕ چھُس آمُت دلیل بدلاو، تہٕ یمن ہندِس نپہٕ ناوَس
منز أنِن نوٚو رتہٕ رٮ۪ہناو۔ یہٕ اکھ موم بتٕی زالان
سہٕ ژٔٹہِ بوسنیا، مےٚ باسان۔ فلِمہِ پھرِ زیرٕ ووَس تام واپس

پٔتن ملک واپس گوٚھان ٹلہِ نوِ فلِمہٕ
تمٕو قبرو نیٚبری نیٚرِ یمہٕ سفید تہٕ سیاہ رنگن ہنزٕ
بالن پٮ۪ٹھ ہیوٚر تام چھےٚ
زوٚرِ پٮ۪ٹھہٕ چھُ موم وبگلِتھ پیٚرٕ وسان
روٚپہٕ کنڈٕ ستی خاب وٕلِتھ، یُتھ کأنسہِ ہندِ نظر پینہٕ بروٚنٹھے اند واتہِ
ژھوکہٕ وِنس گاشس منز سام ہوان زِ یَتھ گُن کیاہ روٚد
سہٕ چھُ چأری پأٹھی میانہِ ژھلیہِ پٮ۪ٹھ 'زوٚم' کران۔

# Son et Lumiere at Shalimar Garden

Brahma's voice is torn water :

It runs down
The slopes of Zabarwan
and Kashmir is a lake

till a mountain to its west
is pierced with a trident

and the valley drained to reveal
the One Born of Water,

now easily slain.

Who was that demon
of desiccated water?

# شالمآر باغُک گاشاواز نظارٕ

بزٕہما سئزٕ آواز تہٕ آبس چاک

تہٕ وسان یہِ ہوٚہرا یہِ

زبروَنہٕ کَمن اڑٕونن
تہٕ کشیر...... اکھ سَر

یوٚ تام پوٚرٕ کٔنۍ بالس
ترٛشول وۄتھ ترِتھ

تہٕ وادی ہندِس آبس، لوٚگ کھن
تہٕ 'پانہِ پرٛتھیومُت'

آدٕسہل پأٹھۍ مارنہٕ۔

اما اوس کُس سہٕ دوٚ
ہوکھہٕ وِنس آبَس منز؟

No one knows
in the drying land

where a rattle of cones
is thatching

the roofs of kingdoms.

We watch the wind.
And unhealed,

the centuries pass:
Slaves plane the mountains
with roots they carried

in trunks from Isfahan:

Spotlights lash their backs
as Shalimar blooms into

the Moghul's thirst for
terracing the seasons

ہوکھہٕ وِنس پتھرِس پٮ۪ٹھ
نہ کانٛسہِ پَے

ییٚتہِ یارِ پھتنٕمن ہنز ٹھسراے
سلطنتٕو ہندٕن پشن ژھیٚنے۔
اَسی داوس مُدَے گُنڈِتھ
تہٕ دادٕن نہٕ شفا

صدیہِ گذران
غلام کوٚہن سوٚترراوان
تمٕو موٚلٕو ستی
یِم اِسفہانہٕ پٮ۪ٹھہٕ صندوقن منز اَنِکھ:

گاشہِ ٹیٚکی چھِ تمن شانن دسٚلی ٹلان
یُتھے شالمأر برٕ ستہٕ پھوٚلِتھ چھُ یوان

مُغلن ہُند دوٚدسہٕ
موٚسمن پٔتہِ آیہِ سوٚم ییٚتہِ باگے کرنک۔

into symmetry.
In the marble summer palace,

a nautch-girl pours wine
into the Emperor's glass,

splintering the future
into wars of succession,

the leaves scattered
as the wind blows

an era into

another dynasty's bloody arms.

سنگِ مرمرِکس ربتہٕ کاٮ۪ٹی مجلس منز
اکھ نرتکھ مےٚ پھِران

شہنشاہ ہندِس کھاسِس

پننہٕ کالس پھالہٕ وان
اِقتِدارٕ موکھہٕ جنگن منز۔

واوٕ گینو تہٕ
پنٛس چھلہٕ چھانگرٕ

اکھ یوگ

ہیٚپہٕ خاندانہٕ چہٕ خوٗنری کومہٕ منز

# The City of Daughters

*God gave Noah the rainbow sign,*

*No more water, the fire next time !*

(1990)

Who has flown in, pitiless, from the plains
with a crystal goblet in which___ rum-dark !___
he sees the world? He drinks. And cold, the rains
come down. Now who will save Noah? The Ark

is set aflame, launched. And God? Here,
again, why I believe in Him: He put
his lips to my ear and said Nothing. Share,
then, my heart___anyone ! Say farewell, cut

# کورٕ بن ہندِس شہرس منز

خُدا امَن بخش نوحش رُدِ ہارنجہِ ہمز نِشانی
ووں سہٕ دُبارٕ آب، ووں گوو نار!

(1990) ء

یہِ کُس سنا آو مأدانو پٹھہٕ دُ پھان
بلوری پیالاہ ہتھ، یتھ منز سیاہ شراب!
سہٕ اُتھ منز سورُے عالم دُ چھان؟ چھوان۔
روٗد لوکُن تہٕ ترٕ دُژھ۔ ووں کُس سنا بچاوِ نوحش؟

ناوِ دیُت ہَس ژکھ تہٕ ترأوِ کھ۔ اماہ خُدا؟
پیأری ہسأ ہیٚیہِ۔ مے کیازِ خُدالیس پٹھ پٔژھ؟
تمی اَئی پٔنز وُتھ مے کٔن نِش تہٕ دوٚپنم نہٕ کُہیں۔
چھواٚگنہِ کانہہ یُس میانہِ دِرِچ گٔتھ بوزِ!
وَن الوِداع۔ ٹکھ

my heart loose, row its boat without me__
for I am leaving my world forever.
Say farewell, say farewell to the city
(O Sarajevo! O Srinagar !)

the Alexandria that is forever leaving.
I am running toward a barbed-wire fence
and someone is running after me, shouting,
*Take your name away, leave us in suspense:*

*whether you vanished? or survived?* Garlands
replace the twisted wire, and I break free...
bullets fall, rose!, off me, and in my hands,
without a thread of blood, thorns bury

(1991)

their secrets. *No , Dream, remain with the waters.*
Troops pour into the city of Daughters
(his goblet is taken off the mantel shelf),
and I must row the heart all by myself,

تہٕ تراوُن یہِ دِل میون یلہٕ
تہٕ پکہٕ ناو اچھ ناو مےٚ روٗسٕے
......تِکیازِ یہِ چھُسے یہِ دُنیا ہمیشہِ خاطرٕ تراُوِتھ گوھان
تہٕ وَن الوِداع، وَن الوِداع اَتھ شہرس
(ہے سرایےوو! ہے سرٕینگر!)

اسکندریہٕ یُس ہَر ہمیشہِ خاطرٕ نیران چھُ۔
یہِ چھُس گٔنڈی تارِ دیوارس ٹُن دوران
تہٕ گُستام چھُم پتہٕ دوران تہٕ کربکہٕ دِوان:
'ہے یہِ پٔنٕز ناوگرٕھ ستی ہتھ! تھاو اسہِ گوتن منٛزٕ ے
زِ اماژ غاب گیو کھاہ کِنہٕ بچایو کھ؟'
وِٹھی وِٹھی تارَو بدلہٕ پوشہِ ملہٕ ،تہٕ مےٚ موکلوو پان......
گولہِ وَرشن، گُلاب!، نیرمےٚ نِشہِ
تہٕ میانِمن موچھن منزٕ نہ اکھ داو تہِ رَچھ،
گٔنڈی چھِ دوٗبراوان

1991ء

پٔنٕز راز ۔ نہ، یہِ چھُ خواب، روزٕ آبس ستی
فوج چھُ کوربن ہندِس مُلکس منز اژان
(تِمِس نیو' کھ پیالےٚ طاقچہ پیٹھہٕ)
تہٕ مےٚ چھُ دِلس ہتھ گٔنڈِ ہے ژٕنس نیران

I must row the heart (the world is rum-dark )!
I'll row it, but not by the rainbow's arc...
He sees the world; I'll row it by stardust,
I will sink it to find you, if I must,

for in this world below zero Fahrenheit
it's over, the Festival of Light:
From the shore through her hair blown black
a mother sees a fleet depart to sack

a city ( a drum mimes the sunset wind:
In *Iphigenia* it's night THE END...
*Will you watch as her blood soaks the alter?*
O too-late wind that did not save a daughter!)..

In the mosques of the city that is leaving
forever___ suspended in lamps, with floating
wicks of oil___vessels flare, go out. The years
have come (Promise me, love, you will be there?),

بہٕ پکہٕ ناوِ دِچھ ناو (زِ دُنیا چھُ سیاہ مےٚ!)
بہٕ پکہٕ ناوَن یہِ، مگرزِ ہارنجہِ ہندِ محرلبہٕ تلۍ نہٕ......
سہٕ چھُ وُچھان دُنیا؛ بہٕ پکہٕ ناوَن یہِ تارَکھ گردِ منزٕ
تہٕ پتہٕ ڈُباوَن یتھ زِ بہٕ ژٕ لبَتھ، اگرمےٚ لبنۍ چھُم

یَتھ دُنیاہَس منز ییٚتہٕ صفردرجہِ فَہم نہایٹ چھُ
موکلیٚو سورُے اُتی: سو دِوَے گاش ہنز:
سٕو درِ بٕتھس پیٹھ ییلہِ تس کرٕہُن مَس واو چھکراوان چھُ
سو اکھ موج چھےٚ ڈیشان ناوَن ہُنداکھ پیٚر نیران
اکس شہرَس ناش کرنہٕ۔

نگاراہ اکھ چھُ وزان زِ شاہری واو چھُ:
اِفجیپایہٕ منز چھُ وُنکین روٹل تہٕ اند
ژٕ روزِ ہسا وُچھانے یہٕ تام تسندرَتھ قربان گاہَس اُدراوِ؟
ہاے ژٕ ریکوٚرتھ واوِ زِ اکھ کوٗر تہٕ ہیٚچ تھَن نہٕ بچاوِتھ!
تَمہِ شہرٕچن مسجدن منز یُس شہر دراو ہمیشہِ خاطرٕ
الوندژانکین منز، یمن ہندِس تیلس منز سوٚ یتہٕ پران چھےٚ
جہازٕ پرٕزلان تہٕ نیران۔
سہٕ وَق آو (میانہِ محبوٗبہٕ، وعدٕ دِم زِ ژٕ آسہٕ ہَم تھُمی؟)

(1993)

when I must spend my time on every street
in Hell. The Governor in his mansion rings
the crystal. It is refilled. The songs
in Sacredhair go out. An imperial fleet

*of trucks___No more water!___*enters the square.
The shops are set afire. *Where are you , my love,*
*in this world dyed orange___in one stroke mauve?*
(" God's secret: He put His lips to my ear

and didn't say a thing."___Jaime Sabines).
"Dear Shahid, they burned the Palladium."
There, the kiss each weekend at 7:00 P.M.
was enshrined, and we tried it, merciless

to ourselves___ we pulled the kiss off the screen.
Then the Angel forced us to shut our eyes
when his wings red-darkened those epic skies:
In *A Tale of Two Cities* the guillotine

1993

ییٚلہِ بہٕ دوزخہٕ کین کوچن منز وَق گذاران آسہٕ
حائےکم آسہِ پینِس محل خانس منز بلور وایان
اَتھ آو بیٚیہٕ برنہٕ۔ آثار شرایفکۍ نغمہٕ سوریٚے
تہٕ ووٚل چھُ شاہی چھکڑن ہُند کاروان
گُنہِ کنٛز نہٕ آب...... چوکس منز دأخل سپدان
سارِنے وانن دیتُکھ ژکھ۔
ہا کتیا چھٕہم پننہِ محبوٗبا! یتھ سنگتٔری رنگہٕ زگتس منز
یُس أکی ہے بڑنزِس منز لاجوٗرۍ سپد؟
("یہِ گوو خدلیہِ سُندراز: خدایَن أنۍ پٔنٕنۍ وُٹھ
مےٚ کنِس نگھہٕ، مگر دوٚپنم نہٕ کہنۍ" جایے سَباین)
"شاہدا! سہٕ پلیڈیم تہِ ہا زولُکھ"
ییٚتہِ ہا پربتھ ہفتہٕ شامن ستہِ بجہِ
اکھ بوسہٕ محفوٗظ اوس۔ تہٕ أسی تہِ أسی
بے رحم پأٹھی پانس پیٹھ آزماوان
سہٕ بوسہٕ، پرِدٕ پیٹھہٕ وأرِتھ،
پتہٕ اوس سہٕ فرِشتہٕ اسہِ أچھ وٹنس پیٹھ مجبوٗر کران
ییٚلہِ تُمی ہنز پگھہٕ رزمی آسمانس دوزلاوِہَن:
"دون شہرن ہنز گتھ" ناولہِ ہندۍ کلہٕ ژٹہٕ وٕنۍ آرِ

did not stop falling___It is a far, far
better thing that I do___But when the martyr
went (" Why wasn't he afraid to die? cried Caesar),
smiling with each step to death, his lips ajar___

1994

targets for a kiss___our eyes were open.
Now when bullets vine-scatter their pettals
on our wall, what's left but the horizon
and a flame's bruised sulfur? After INTERVAL,

before walls burgeoned petal by petal,
a cigarette was alive in a finished world.
I again smell it, the struck matchstick. It's INTERVAL:
in a mansion rum-dark waters are swirled.

A cigarette was alive, and it's a finished world___
in autumn we plated its final embers.
The Ark rocked. The waters were swirled.
Troops poured into the City of Daughters.

تھکانے اُسی نہٕ پننہٕ......
یہٕ گیہٕ سبٹھاہ، سبٹھاہ زبر گتھ زِیہٕ چھس......
دَپھ ییلہِ شہید دراو
(امایہٕ کونہٕ کھوٗژ مرنس؟ سپز رنٛ دِژ کربکھ)
اسہٕ وۄنہٕ ہونجہٕ، یٚۄ دیٚوٚد ٹلان کاٗتھس کُن......وُٹھ وُتھی......

1994

اکہِ بوسہٕ موکھہٕ! اسہٕ آسہٕ اُچھ وَژھے۔
تہٕ ووٗنی ییٚلہِ گولہِ وَرشُن چھُ گوھان تہٕ سانہٕ دوسہٕ پٹھ
رأنٹھل کُلین ہندی وُتھر لاینہٕ چھہِ یوان
پتہٕ کیاہ رۆد پتھ کُن اکہِ بیہٕ دَنٛدِ ورأے
تہٕ یٚیہٕ ریٚہہِ چھوکل گندُکھ؟ پتہٕ وقفہٕ،
تہٕ امہِ برونہہ زِدیوارن ہندی رأنٹھ
پن وُتھر وُتھرٕ پھوٚلتھ
اکھ سگریٹ اوس دَزِوُن ژھیتہٕ گمی تس دُنیاہَس منز
یہٕ اتھ مشک ہوان۔ گندَکھ تُھ زألتھ۔ وقفہٕ......
اکِس محلہٕ خانس منز چھُ سیاہَے چھکنہٕ یوان۔

اکھ سگریٹ اوس دزِوُن، تہٕ یہٕ چھُ ووٗنی ژھیتہٕ گوٚمت دُنیا......
ہرُد اوس زِاسہِ رُویاے امکی تیوٚنگل

No more water !--- We again plant embers.
What 's left to abolish in Lal Chowk ?
Troops burn down the City of Daughters,
and a tree bursts into branches of smoke.

In his waters it's the end. In Lal Chowk,
what's left to abolish ? There is no horizon.
From the tree we are tearing flowers of smoke,
no longer targets for a kiss, but our lips open.

ناوِ لُج دِنن۔ آبس دٕتھی موج۔
لشکر وۄتھ کوربن ہندِس شہرس منز۔

بَس ییٚمہِ یورنہٕ آب...... اُسی چھہِ ییٚیہٕ تیٚو نگل رُوان۔
ووں روٗدُے کیاہ لال چوکس منز تباہ گوٚھہٕ نَے؟
لشکر چھہِ کوربن ہُند شہر زالتھ نوان
تہٕ کُل اکھ چھُ اکھ چھجل دہی لوٚمبکھ ہُتھ پھٹِتھ نیران۔

تُمی ہندِس آبس منز چھُ یہ اند۔
لال چوکس منز روٗد کیاہ تباہ گوٚھہٕ نَے؟
اَتھ کُلِس چھہِ اُسی دِہکی پوش ٹلان۔
بَس ووں چھنہٕ بوسہٕ خاطرٕ کانٛسہِ ہندی وُٹھ آیتی ، دَپھ چھہِ وُتھی

# Muharam in Srinagar,1992

Death flies in, thin bureaucrat, from the plains___
a one-way passenger, again. The monsoon rains
smash their bangles, like widows, againsdt the mountains.
Our hands disappear. He travels first-class, sipping
champagne.

One-way passengers again, the monsoon rains
break their hands. Will ours return,ever,to hold a bouquet?
He travels first-class. Our hands disappear.Sipping
champagne,
he goes through the morning schedule for Doomsday:

" Break their hands." Wil ours return with guns, or a bouquet?
Ice hardens its fat near his heart. We're cut to the brains
He memorizez, clause by clause, the contract for Doomsday.
We mourn the martyrs of Karbala, our skins torn with chains.

# محرم، سرینگرس منز: 1992

موت چھُ وُپھہِ اندراژان۔ تنۄ کھہِ حاٲکماہ ہیتھ ماٗداٗنی علاقو پیٹھہٕ آمٕت

اوک طرفی ٹریفِک، ییٚہہ۔

ڈٕہراٗ ژروٗد چھُ ژہنزن ہنگربن پھٹراوان، زنتہٕ مونڈن منزٕ بنگرِ بالن ٹھاٗستھ۔

ساٗنی اتھہٕ غاٗبے گوٚہان۔

سہٕ فرٕسٹ کلاس منز سفر کران۔ شیمپین گلہِ گلہِ چھوان۔

ییٚہہٕ سُے اوک طرفی ٹریفِک، تہٕ ڈٕہراٗ ژروٗد

ژہندی اتھہٕ پھُٹراٗوِتھ نوان۔ اما اسہِ یناہ پٔنٕنۍ اتھہٕ واپس

زِ پوشہِ گوٚند پلہٕ ناوٕ ہو؟

سہٕ چھُ فرسٹ کلاس منز سفر کران۔ اسہِ نہٕ اتھے گٔنہٕ۔

سہٕ شیمپین گلہِ گلھ، چھوان، تہٕ پتہٕس صُبحہٕکِس ساٗرس نیران قیاٗمو موکھہٕ:

"پھُٹراٗوِ یمن اتھہٕ۔" اما اسہِ یناہ پٔنٕنۍ اتھہٕ واپس

بندوق کِنہٕ پوشہِ گوٚندی ہیتھ؟

تٔمی ہِندِ دِلکہِ یتھُک موچہٕ چھُ وارٕے دٕران تہٕ اٗسۍ پٔنٕنۍ کاڈی تہٕ بَس

سہٕ چھُ حرفہٕ حرفہٕ زباٗنی یادکران سہٕ معلہٕ دیُس قیاٗمو موکھہٕ سپدمُت اوس

ٲسۍ چھہِ کربلاکین شہیدن پیٹھ واوبلا کران،

We mourn the martyrs of Karbala, our skin torn with chains.
Ice hardens its fat in his heart, and we're cut to the brains.
Near the ramp colonels wait with garlands by a jeep.
(O mourners, Hussain bleeds, tear you skins with chains !)
The plane lands. In the Vale the children are dead, or asleep:

He descends. The colonels salute. A captain starts the jeep.
The Mansion by the lake awaits him with roses, He's driven
through streets bereft of children: they are dead, not asleep.
O, when will our hands return, if only broken?

The Mansion is white, lit up with roses. He is driven
through streets in which blood flows like Hussain's
Our hands won't return to us, not even mutilated, when
Death comes---thin bureaucrat---from the plains.

تہٕ پننہٕ ژمہٕ شستر ہانکلو رتھ والان۔

تسندِ دِلکہٕ تخک موچر چھُ وارے دران تہٕ اَسی پٔنٕنۍ کاڑۍ تہٕ بس
اڑٕچہِ ڈیڈ نش چھُ کرنل جیپہِ نش پوشہٕ مالہٕ ہتھ پراران
(ہے سوگوارو! حُسینؑ چھُ خوٗن ہاران۔ ژٕ تُہٕ تہٕ پٔنٕنۍ ژم زنجوٗرو ستی)
جہاز وۄتھ۔ تہٕ وادی منز چھِ شُری موٗدی متی ، ننہٕ چھِ شوٗنگی متی۔

سہٕ چھُ وسان بون تہٕ کرنل چھُس سلام دِوان تہٕ اکھ کیپٹن چھُ جیپ کڈان۔
ڈٔلس نش محل خانہٕ چھُتس گلاب ہتھ پراران۔
تِمس چھِہ تِمو کوچو منزٕ زوان، یپأرٕ نہٕ
شُری چھِی۔ تِم چھِہ موٗدی متی ننہٕ چھِہ شوٗنگتھ
ہے! اسہِ گرٕ ین پٔنٕنۍ اتھہٕ واپس، پھٕٹۍ متی کونہٕ آسن؟

محل چھُ سفید، گُلابو ستی چھُ گاہ ژھٹان
تِمس چھِہ تِمو کوچو منزٕ زوان یپأرٕ
خوٗن تِتھے پأٹھی وسان، یتھہٕ پأٹھی حُسینؑ سُند۔
اسہِ ین نہٕ پٔنٕنۍ اتھہٕ واپس، پھٕٹۍ متی تہٕ نہٕ
ییلہٕ، موت واتہِ..... ژُھو کھہٕ حأ کم...... میدأنی علاقو پیٹھہٕ۔

# Hans Christian Ostro

Even today there are no trains
into the Vale of Kashmir.

And those defunct trains___Kashmir Mail
Srinagar Express___took
pilgrims only till the last of the plains.
There , in blue struck buses, they forsook
the monsoon. What iron could be froged to rail
like faith through mountains

star-sapphired, by dawn amethyst?
*It's not a happy sound...*
*There is such pathos in the cry of trains:*
Words breathed aloud the inward-bound.
Bruised by trust O Heatrt bare amidst
fire arms turquise with veins

# ہَنز کرِسٹیَن اوسٹرٛو

ازتام تہٕ چھنہٕ

کشیٖرِ ہنزِ وادی منز ریل

تہٕ تِمہٕ بیکار ٹرینہٕ...... کشمیر میل، سرینگر ایکسپریس....
روزٕ یاترِیَن میدأنی علاقہٕ کِس أخری اَڈَس تام نِوان۔

تتہِ پٕٹھہٕ آسکھ نیٖوٕل نِشانہٕ ترأوِتھ بسہٕ
وُہرأژ ہُندبوٗرُکھ نہٕ کانہہ غَم
کُس شِستٕرآسہِ یَتھ ریلہٕ گرِتھ بالو اپورتأری زِ
بال یَم تارکھ نبہٕ نیٖلم تہٕ گزل وِزِ یاقوٗت؟

اَتھ آوازِ منز چھنہٕ کانہہ شادمأنی
ٹرینہِ ہنزِ چکھہِ منز چھُ آر ہیُو:
لفظن ہُند پھور تھوٗد، دَپھ اندرٕ گن۔
پَژھہِ ستی چھوکہٕ دأدی ہادِلہٕ وبتراوتہٕ نار
زِ فیروٗزی یَتھ رگہٕ لولہٕ چِہ دٕہ- کانہِ ہنزٕ رگہٕ چھےٚ

from love's smoke -mines   blessed infidel
who wants your surrender?
I cannot protect you: these are my hands.
I'll wait by the deep-jade river;
you'll emerge from the mist of Jewel Tunnel:
O the peaks one commands___

A miracle ! ___from there... Will  morning
suffice to dazzle blind
beggars to sight? *Whoso gives life to a soul*
*shall be as if he had to all of mankind*
*given life.* Or will your veins' hurt lightning___
the day streaked with charcoal___
betray you, beautiful stranger
sent to a lovelorn people
longing for God? Their river torn apart,
they've tied waves around their ankles,
mourning the train that save its passenger
will  at  night  depart

دۆپہ ہا یاوٚرٕ کاُفرا !
کُمۍ دۆپُے ہتھیار تراوُن؟
بہٕ ما ہیکَے ژٕنے راُچھ گرِتھ: یِم گےٚ میاُنۍ اتھہٕ زٕ۔
بہٕ پرارَے سرٕ نِس لیمۍ آبہٕ دریاوس نِش
ژیکھ لال ٹنلہِ ہندِہ منز نیرتھ۔
بالہٕ تھونگیو! کُستام چھُ چلاوان
کرشمہٕ!--لتہٕ پٹھہٕ......پھولیا صُبح تیتھ زِ
اَمِن بیچھن لگہِ پزٕ تہٕ پیکھ گاش؟
یُس وۄں سہٕ کُنہ رۄحس زِندگی بخشان چھُ
دِیہ بہٕ دُپۍ زِتہٕ کُل آدم ذاُژ حیات
رِکنہٕ چانہٕ رگہٕ دِن وُزملن زِل......
دوہس ییلہِ تمی پھش آسن لگۍ متۍ......
ژٕنے کرٕنے دغا، ہے ماُرۍ مندِ وۄ پرا!
یُس زَن ژٕلولہٕ ہوٚت باغ وَسوکھ دَیہ سنزٕ یوٚھ؟

تِہندِس دٕریاوَس گیہِ مھلہٕ چھانگر
تہٕ آبہٕ ملرٕ و دیتھ گوڈن گنڈ
تِتھ مسافرٕ و روس ٹرینہٕ پٹھ واویلا کران

for drowning towns. And draped in rain
of the last monsoon-storm,
a beggar, ears pressed to that metal cry,
will keep waiting on a ghost-platform,
holding back his tears, waving every train
Good-bye and good-bye.

## A Villanelle

When ruins dissolve like salt in water,
only then will they have destroyed everything.
Let your blood till then embellish the slaughter,

till dawn soaks up its inks, and "On their blotter
of fog the trees/ Seem a botanical drawing."
Will the ruins dissolve like salt in water?

یوسہ روٗتلی نیر
پھٹہٕ وٕنمن شہرَن گَن ۔
تہٕ پٔتی مہِ وٕہرأژ طوٗفانس منز روٗدٕ ژٔری گوٚمتھ
اکھ بیچھہِ شِسترٕ آواز بوزنہٕ موکھہٕ گن دأرِتھ
روزِ أرکس وأنا کھریل اَڈَس پیٹھ پرارُون
پٔن اوٗش پتھ رٔٹتھ پربتھ ٹرینہِ کران
الوِداع ، تہٕ الوِداع !

# اکھ بأتھ

ییلہِ یم کھنڈر آبَس منز نوٗن زَن گلَن
تیلہِ ڈٕپ زِ سأری ہے کوٗرُکھ ناش
اِدٕ توٗ تام روٗزی تن رَتھ چون لگہِ مارَس پأراوان

یہٕ تام سحر ولتہٕ تہٕ اَچھ مہل ہوکھہٕ ناوِ
تہٕ " وٗنلہِ ہندِس تھندِس سیاہ چوٗسس پیٹھ باسن گلو زنتہٕ 'یوٗٹینیٗ' ہنز کانہہ نقاشی "
اماہ یم کھنڈر گلہٕ ناہ نوٗنکی پأٹھی آبس منز؟

A woman combs__ at noon__the ruins for her daughter.
Chechnya is gone. What roses will you bring__
plucked from shawls at dusk__to wr6eathe the slaughter ?

Or are these words plucked from God that you've brought her,
this comfort: *They will not have destroyed everything*
*till the ruins,too, are destroyed?* Like salt in water,

what else besides God disappears at the altar?
O Kashmir, Armenia once vanished. Words are nothing,
just rumors__like roses__to embellish a slaughter:

these of a columnist: "The world will not stir";
these on the phone: " When you leave in the morning,
you never know if you'll return." Lost in water,
blood falters; then swirled to roses, it salts the slaughter.

زِ نیاہ اکھ چھےٚ دُپہرن بأ گو پٔنہٕ کورِ ہندِ موکھہٕ کھنڈرن دوٗنژھ دِوان۔
چٕنچھنیا تہٕ موکلیٚو و۔ ژکیاہ گلاب انہٕ ہم--

شامن بأ گو شالو پتھہٕ ژٕتھ--زِاتھ لگہٕ مارس تراوَ کھ پوش؟

رِکنہٕ یم لفظ چھہِ خُدائس نشہِ تُلنہٕ آمتی پوش یم ژےٚ تَس
دِلاسہٕ دِنہٕ موکھہٕ أنی متی چھِتھ: تموآسہِ نہٕ سأری ہے ناش کوٚ رمُت
زِکھنڈرن تہٕ روزِ نہٕ پتھ کُن کینہہ؟ زنتہٕ نوٗن آبس منز،

بیٚیہٕ چھا کینٛہہ قُربان گاہس پتھ خدائس ورأے غأب گوھان؟
ہی کشیری! آرمینیا چھُ اکہٕ غأب گوٚمُت۔
لفظ چھِنہٕ رَکھنی، فقط ہوگ.....گُلابن ہندی پأٹھی لگہٕ مارس پتھہٕ تراوِنی رَکھی۔
تہٕ یم أرکس مراسلہٕ نگارٕ سندی: "دلفظن لگہٕ نہٕ کھوٚ لوٗ"
تہٕ یم لفظ فونَسس پتھ: "ییلہِ صُبح نیرَو، پےٚ چھنہٕ زِواپس ییمہٕ وا تہٕ۔"
آبہٕ بُزی گوٚمُت، رَتھ چھُ رُکان تہٕ پتہٕ گلاب ہُتھ گربکھ کھوان
تہٕ لگہٕ مارس پتھ نوٗن بنان۔

# After the August Wedding in Lahore, Pakistan,

We all___Save the couple !___returned to pain,
some in Massachusetts, some in Kashmir
where, wet by turns, Order's dry campaign
had glued petals with bullets to each pane___
Sarajevo Roses ! A gift to glass,
that city's name. What else breaks? A lover's pain!
But happiness? Must it, too, bring pain?
Question I may ask because of a night___
by ice-sculptures, all my words sylvanite
under one gaze that filled my glass with pain.
That thirst haunts as does the fevered dancing,
flames dying among orchids flown in from Sing-

apore! Sing then, not of promising
but the Promised End. Of what final pain,
what image of that horror can I sing?
to be forgotten the most menacing!
Those "*Houseboat Days in the Vale of Kashmir,*"

# لاہورٕ اگست کھاندرٕ پتہٕ

اکہِ اکہِ درائے اُسی سأری، صرف نہٕ تم باُژ ژٕ، پٹٕس پٹٕس دأ دِس کُن
اُڈی مَسا چُسیٹس کُن، اُڈی کشیرِ کُن
پیٚتہِ وارِوارِ سأری اُدرِتھ اکہِ حلمہٕ کہِ خشک مُہمہِ ستی
گولہِ کھبتھ دأ دِدس ستی لأرِتھ گئے --
سرایوو گُلاب! شیشس کبتھ تحفہٕ، شہرُک ناو
بیٚیہِ کیاہ سناہ پھٕٹ؟ کأنسہِ عاشقہٕ سُند دود!
اماہ سہٕ سوکھ؟ بنان چھُ پتہِ ما دوتلاوِ دأ دِ ہے!
یم سوال چھِم پرِژھنی، راتھ چھَم ناکڈٕہو یتہٕ پوتلبن ستی۔
میأنی سأری لفظ چھِ سونہٕ روپہٕ اچھر
تتھ مُدے گنڈِتھ نظرِ برونٹھہٕ گنٛی یمہِ میون گلاس دادِ ستی بوٚر۔
سہٕ دٚودسہٕ چھُ تیٚتھے. تیٚہل یتھہٕ پأٹھی مستی ہُند رقص
سنگاپور پیٹھہٕ اُنی یتمن ترٛٹھرِ ولن منز باگ لوسہٕ وِنمن ریٚہَن
نٚو زُوزبتہٕ بخشان چھُ۔
گیٚیہ تَو تیٚلہِ، وعدس پیٹھ نہٕ، بلکہِ وعدٕ کرنہٕ آمتِس آخرتس پیٹھ۔
بہٕ گتھ سنا اُخری دأدِس یا اُخری خوفس پیٹھ گیوٚ؟
مشراونہٕ یُن چھُ بٔڈ عذاباہ!
"کشیرِ منز ہاوس بورٹس منز تم دوہ" ......

for instance ,in '29: Did they sing
just for love then, or was love witnessing
its departure for other thirsts___the glass
of Dal Lake ruffled half by "Satin Glass",
that chandeliered boat barely focusing
on emptiness___last half of any night?
In Lahore the chanteuse crooned "Stop the Night"
the groom's request___after the banquet. *Night,*
*that Empress, is here, your bride. She will sing!*
*Her limbs break like chrysanthemums. O night,*
*What hints have been passed in the sky tonight?*
*leave them unable to prophesy this night?*
With a rending encore, she closed the night.
There was, like this, long ago in Kashmir,
a moment___after a concert___outside Kashmir
Book Shop that left me stranded, by midnight,
in a hotel mirror. Would someone glass
me in___from what? Filled, I emptied my glass,

lured by a stanger's eyes into their glass.
There, nothing melted, as in Lahore's night:

مثالے گُنزٕ ہَس منز۔ تم اُسیا تیٚلہِ صرف لولہٕ بأتھ گوٚان؟

کِنہِ لول اوس باقی دٕودسَو باپت سکھ رُن وُچھان

......ڈَلُک اَنہٕ پوٚٹ اوس لرزان ییٚلہِ پاُڈ شیشہِ

سہٕ فانوٗسہٕ لأرِگتھ ڈُنگہٕ یُس مسامسا

ژھرِ رس پوٚت رأژ عکساوان اوس؟

لاہورس منز تُج روٕتلی گوٚن وأ لِ لَے: "راتھ موکلأوِو" ......

روت ڈنگ کھبتھ مہرازٕ سُند التجا

راتھ اکھ رأنی، چأنی مہرٕنیٚ، یہِ کیا چھےَ حأضر

یہِ گیٚوی، نژی تہٕ زنتہٕ وبسرپو پوشہِ تھُر۔

رأژ پرِژھہ ہَو، یہِ کیاہ شگوٗن چھہِ اَز آسمأنی در پٹھی گوھان:

تارَکھ ہیتی خاموش تہٕ دردٕہتی کہکشان کیاہ تیُتھ کیٚنہہ

چھہِ یمن کیُتھ پتھ کُن تراوان زِیتھ پٹھ نہ پیٚشین گویی گُرتھ ہیٚکو زِ؟

بیاکھ دِلخراش جلواہ تہٕ راتھ واتناٗون لڈ

بَس یتھے پأٹھی، تنہٕ گوواراہ کال، سپز کشیرِ منز تہٕ اکھ وِز

'کشمیر بک شاپس' نمبرِ کنیٚ، زِ بہٕ گیوس رٕہتھ

منز نِصف رأژ، ہوٹلس منزا اکس اُنس منز۔

اما آسیا کانہہ یُس مےٚ شیشہِ ژھبدُن کرِ......دَپھ کمہِ نشہِ؟

گلاس اوس برِتھ، تہٕ مےٚ موکلایوو چیتھ

ییٚلہِ اکس ووپرِ سنزٕ اُچھ رتھہند بن گلاسن منزٕ وُچھتھ ت مبلیایوس

Heat had brought sweat to the lip of my glass
but sculptures kept iced their aberrant glass.
To be forgotten my most menacing
image of the End___expelled from the glass
of someone's eyes as if no full-length glass
had held us, safe, from political storms? Pain,
then , becomes love's thirst___ the ultimate pain
to lose a stranger! O, to have said, glass
in hand, "Where Thou art___that___is home___/
Cashmere___or Calvary___the same"! In the Casmir
and Poison and Brut air, my rare Cashmere
thrown off, the stranger knew my arms are glass,
that banished from Eden ( on earth: Kashmir)
into the care of storms ( it rains in Kashmir,
in Lahore, and here in Amherst tonight),
in each new body I would drown Kashmir.
A brigadier says, *The boys of Kashmir*
*break so quickly, we make their bodies sing,*
*on the rack, till no song is left to sing.*
"Butterflies pause/On their passage Cashmere___"

تتہٕ وبگلیوو نہٕ کہنہِ تہٕ پتھ پأٹھۍ زَن لاہورٕ سپد یایوو:
گریشمہٕ تاو اوس تہٕ میأنس گلاسس أسۍ ڈندرٕ پیٹھ گمہٕ پھٹۍ ہتۍ
مگر موٗرژن ہندبن بے گنڑ گلاسن اوس یخ ترأوِتھ۔
اِگادِ گوٚمُت فنا ہُک شبیہہ مشراونہٕ موکھہٕ ---
بیٚہ ہنزٕن أچھن ہندِ شیشہِ منزٕ موکلِتھ،
زنتہٕ کأنسہِ ہندِس بُرِتھ گلاسس منز أسی نہٕ أسی محفوٗظ سیأسی طوٗفانو نِشہِ؟
اِدٕ چھُ دود بنان عشقہٕ تُپش ...... تیُتھ أنتھک دود زَنتہٕ کانہہ وو پر راوِ!
کاش اتھس منز گلاسہٕ رٕٹتھ یہ ووٚنمُت اسُن:
کتہِ چھِہَم ...... سہٕ ...... گرٕر گُشپر ...... رِکنہِ گلوَری ...... گُنی گتھاہ!
......شیٚنکیاہس منز تہٕ ہوکھہِ منز میأنۍ بےنظیر کشیر ہنہٕ آہو
وو پرس اوس پَے میانہٕ نرِ چھےٚ کاڑِو
زِجنتہٕ (زمینس پیٹھ کشیر) نِشہِ بیدخل گوٚمِتھ سوٗزِکھ یور
واوٕ گلبن پٕشرأوِکھ۔ (کشیر چھُ از راتس روٗدپوان، لاہورٕتہٕ تہٕ پیٚتہِ امہأرستہٕ)
دپان چھس پرٕبتھ کأنسہِ ہندِس بدنس منز یوڈناوِہَن کشیر۔
اکھ بزگیڈیر ونان: "یم کأشری لڑکہٕ چھہِ وُژھے پھٹان
تہٕ أسی چھکھ گوٚناوان کأتھس کھأرِتھ
تو تام یوٚ تام یم پتہٕ زانہہ تہِ گوٚتھ ہیکن نہٕ"۔
'پتہٕ پوٚنپر چھِ ٹھہرانٕ کشیر گن وُپھان وُپھان'

And happiness: must it only bring pain?

The century is ending. It is pain
from which love departs into all new pain"
Freedom's love to its tormented glass.
Stranger, who will inherit the last night
of the past? Of what shall I not sing, and sing?

( for Shafaq Hussain)

تہٕ سوکھ: سوکھ گوٚھیا دوہےٚ دَگ ٹلُن؟
صدی چھےٚ اند واتنس تیار۔ تہٕ لول چھُ اکہِ دادِ منزٕ نیرتھ
أکِس نٔوی ہیٚے دأدِس بوڈان
آزأدی اکھ نہ ہمہٕ وٕنؠ تڑلیش سأرؠ ہیٚے کشیرِ تہٕ ژٔری کران
تہٕ عذابہٕ دِنہٕ کِس شیٚشس لول ہیٚچھناوان۔

ہےٚ ووپرٕ! گُس سنا رَٹہِ وراثت پَتھ کالِچ یہِ پٔتِم راتھ؟
بہٕ گَتھ پیٹھ گیوٚنہٕ تہٕ گَتھ پیٹھ گیوٚ؟

(شفق حسین نہِ ناوٕ)

# LENOX HILL

*(In Lenox Hill Hospital, after surgery,*
*my mother said the sirens sounded like*
*the elephants of Mihirgul when his men*
*drove them off cliffs in the Pir Panjal Range.)*

The Huns so loved the cry, one falling elephant's,
he wished to hear it again. At dawn, my mother
heard, in her hospital-dream of elephants,
sirens wail through Manhattan like elephants
forced off Pir Panjal's rock cliffs in Kashmir:
The soldiers, so ruled, had rushed the elephants.
*The greatest of all footprints is elephant's*
said Buddha. But not lifted from universe,
those prints vanished forever into the universe,
though nomads still break news of those elephants
as if it were just yesterday the air spread the dye
(*"War's annals will fade into night/ Ere their story die"*).

# لینا کس ہٕل

( لیناکس ہٕل ہسپتالس منز ییلہِ میانہِ ماجہِ سُرجری کٔرکھ،
دۆیمہِ سایرن اُسی تتھہِ پاٹھی وزان زنتہٕ بہر گلبز ہسی اُسی
چکہٕ دِوان ییلہِ تم پیر پانژالہٕ بالہٕ تھونگمن
اپور تارے یگھ۔)

ہُنس کرِن ڈُلہٕ گوھہٕ وٕنس ہسی سنز چکھ خوش
بیٚہٕ اوس یہے چکھ بوزٕنی یژھان
گاش پھولہٕ نہٕ وِزِ ییٚلہِ ماجہِ میانہِ ہسپتالہٕ خوابس منز ہُسی دُ چھان بوٗز
مَنہٕمٚتس منز اُسی سایرن وَزان، زنتہٕ ہُسی
ییمن پیر پانژالہٕ بالہٕ تھَنگو پیٚٹھی اپور اُسی پکہٕ ناوان:
فوٗجی، تم حاٗکم، اُسی ہَستین ہکہٕ ناوان۔
'پٔدی آکھن منز گٔے سارِٕوے کھوتہٕ بڈی پٔدی آکھ ہستین ہندی'
گوتَم بُدھن وِنیوو۔ مگر پٕنہٕ زِ زگتہٕ منزَ ے نموکھ ہٹاٗوِتھ،
تم پٔدی آکھ گٔے ہمیشہِ خاٗطرٕ کاینالتس منز غاٗب،
وٗں گوو دُنہِ تہِ چھہِ خانہٕ بدوش ہَستین ہنزٕ خیمہٕ دِوان
زَنتہٕ راتچ گتھ زِ ہوا اوس رنگ چھگراوان
(''دجنگن ہُند تواٗریخ چھتہٕ راٗژ منزٕ لمہ بروٗنہہ زِیہنز گتھ موکلہٕ'')۔

the punishing *khaki* whereby the world sees us die
out mourning you. O massacred elephants!
Months later, in Amherst, she dreamt:she was, with dia
-monds,being stoned to death. I prayed:If she must die,
let it only be some dream. But there were times, Mother,
while you slept, that I prayed, "Saints, let her die."
Not, I swear by you, that I wished you to die
but to save you as you were, young, in song in Kashmir,
and I, one festival, crowned Krishna by you, Kashmir
listening to my flute. You never let gods die.
Thus I swear, here and now, not to forgive the universe
that would let me get used to a universe
without you. She, she alone, was the universe
as she earned, like a galaxy, her right not to die,
defying the Merciful of the Universe.
Master of Disease, "in the circle of her traverse"
of drug-bound time. And where was the god of elephants
plunp with Fate, when tusk to tusk, the universe,
dyed green, became ivory? Then let the universe,

سزادِنہٕ وأنی یِم خأ کرنگہٕ وَردیوأنی تہٕ دُنیا اسہِ مران وُچھان
ہےتوہہِ ہَستمن پٹھ ماتم کران یمن قتلِ عام سپُد!
ربتہٕ واد گوٚہِتھ وُچھ تمہِ ایمہأرسٹس منز بیا کھ خواب:
سو لال جوأہر ژھنِتھ تہٕ تس سنگسار کرِتھ ماران۔
مےٚ کوٚر دُعا: اگر تس مرِنے چھُ تیلہِ مُری تَن خوابس منزٕ ے۔
مگر موج! تِتھی تہٕ آے ساعت
زِژ آٮ۪ہکھ شوٚنگِتھ تہٕ بہٕ منگہٕ ہا "ہے وُلیو! ووں مُری تِنے یہِ۔"
چأنی دِژِے یہٕ ژھُم نہٕ زانہہ زِژ مرِنی ؛ دَپھ یِژھان اوُسس
ژ تِتھے پأٹھی یاونس منز روزِنی یتھ پأٹھی ژ کُنہِ کأشرِس گبونس منز۔
تہٕ بہٕ زَنتہٕ کُنہِ دِوِیہِ پٹھ چانو اَتھو کرِشن تاج دِتھ
تہٕ کُل کشیر میأنی مورلی بوزان۔ ژ اأسکھ نہٕ زانہہ تہٕ دیوتا ہن مرنہٕ دِوان۔
تَوے چھُس چأنی دِژِے ہاوان وُنی تہٕ یتھ نے، زانہہ کرِنہٕ عالمس معاف
یُس عالم مےٚ ژنے روٚس زُون ہیچھناوِ سوے، بَس سوے اُس میون عالم
یٮ۪مہِ اکہِ کہکشانکی پأٹھی نہٕ مرِنک حق زیومُت اوس،
رب العالمینس خلاف ورزی کرِتھ۔ داد ہن ہُند مأ لِک
"دیٚتمن مصیبتن ہند بن دأرِین منز" دَواہن لأری سمیس منز۔
اما ہستمن ہُند بھگوان کتہ اوس، پننہِ قسمتہٕ موٗیومُت
ہُسی دند ہُسی دَندس ہِتی، سورُے زگتھ سبز رنگہٕ رٔنگِتھ، تہٕ دأنتھ بٮ۪یومُت؟

like Paradise, be considered a tomb. Mother,
they asked me, *So how's the writing?* I answered *my mother*
*is my poem.* What did they expect? For no verse
sufficed except the promise, fading, of Kashmir
and the cries that reached you from the cliffs of Kashmir
(across fifteen centuries) in hospital.*Kashmir,*
*she is dying* ! How her breathing drowns out the Universe
as she sleeps in Amherst. Windows open on Kashmir:
There, the fragile wood-shrines---so far away--of Kashmir'
O Destroyer, let her return there, if just to die.
Save the right she gave its earth to cover her, Kashmir
has no rights. When the windows close on Kashmir,
I see the blizzard-fall of ghost-elephants.
I hold back--she couldn't bear it--one elephant's
story: his return (in a country far from Kashmir)
to the jungle where each year, on the day his mother
died, he touches with his trunk the bones of his mother.

اِدٕنۍ تن یہ سوٗرے زگتھ سورٕ گِی پأٹھی اکھ گمبز۔

موجی! پزٕ ژھان چھِم، 'اچھا تہٕ کوٗت ووت چون لکھُن؟

دوٚ پمکھ 'میأنی شأعری چھےٚ میأنی موج۔' اما نتہٕ کیاہ اوس تمن تو قا؟

کانہہ شعر اوس نہٕ کأنی، صرف سہٕ وعدٕ، مشہٕ وُن

کشیٖر ہُند، تہٕ بیٚیہٕ تمہٕ چکہٕ یمہٕ کشیٖر ہندو سنگرٕ و پٹھہٕ ژےٚ تام

ہسپتالس تام واتان آسہٕ پنداہ شَتھ ڈری گوٚ ہتھ۔

کشیٖر چھےٚ مران! وُچھ، کتھہٕ پأٹھی ایمہأرسٹس منز شوٗنگتھ تمی ہندی پتم شہہ چھِ

سأری ہے زگتس تل ہوان۔

کشیٖر ہنزٕ دارِ چھےٚ ہوٚرنہٕ یوان:

وُچھ ہم نازک لکرِ آستان......دوٗر......کشیٖر ہندی!

ہے فنا کرَن والہِ، أمِس دِتہٕ اور واتنہٕ، کہنی نے تہٕ مرنہٕ موکھہٕ۔

أمی سُند سہٕ حق رَچھ تہٕ یُس تمہِ تتہٕ چہٕ میٚو دیٚتُمت چھُ تس کرِ وُرُن۔

کشیٖر چھُنہٕ ووں کانہہ چھِ روٗدمُت۔ کشیٖرِ ہنزٕ دارِ یٖیلہِ بند چھےٚ گوٚ ھان

یہٕ چھُسکھ تم شینہٕ طوٗفان بھوٗتہٕ ہستین ڈُوتھ نوان وُچھان

یہٕ چھس تِمس أکِس ہٕسی ہنز دلیل پتھ رَٹان.....سو ہیکہِ ہے نہٕ یہِ ژألتھ۔

سہٕ یٖیلہِ واپس آیو پنُن ملک، کشیٖر نشہِ واراہ دوٗر

پربتھ ڈری یہِ تتھ وَنس منز بیٚیہٕ تتھ تہنزٕ موج مو یاے

سہٕ وُچھُ تتین پننہٕ کرٕ ستی پننہٕ ماجہ ہنزن أڈی جن ساران۔

like Paradise, be considered a tomb. Mother,
they asked me, *So how's the writing?* I answered *my mother*
*is my poem.* What did they expect? For no verse
sufficed except the promise, fading, of Kashmir
and the cries that reached you from the cliffs of Kashmir
(across fifteen centuries) in hospital.*Kashmir,*
*she is dying* ! How her breathing drowns out the Universe
as she sleeps in Amherst. Windows open on Kashmir:
There, the fragile wood-shrines---so far away--of Kashmir'
O Destroyer, let her return there, if just to die.
Save the right she gave its earth to cover her, Kashmir
has no rights. When the windows close on Kashmir,
I see the blizzard-fall of ghost-elephants.
I hold back--she couldn't bear it--one elephant's
story: his return (in a country far from Kashmir)
to the jungle where each year, on the day his mother
died, he touches with his trunk the bones of his mother.

اِدٕ نٕہٕ تن یہ سورٕے زٕگتھ سورٕگکۍ پأٹھۍ اکھ گُمبز۔

موجی! پرٕژھان چھِم، 'اچھا تہٕ کوٚت ووت چون لکھُن؟

دوٚہمکھ 'مِیأنۍ شأعری چھےٚ مِیأنۍ موج۔' اما نتہٕ کیاہ اوس تمن تو قا؟

کانٕہہ شعر اوس نہٕ کأفی، صرف سہٕ وعدٕ، مشہٕ وُن

کشیٖرِ ہُند، تہٕ پیٚیہ تمہٕ چکہٕ یمہٕ کشیٖرِ ہندٕ وسنگرٕ و پیٹھہٕ ژےٚ تام

ہسپتالس تام واتان آسہٕ پنداہ شتھ وٕری گوٚمتھ۔

کشیٖر چھےٚ مران! وُچھ، کتھہٕ پأٹھۍ ایمہأرسٹس منز شوٚنگتھ تٕمۍ سندۍ پتٕم شہہ چھِ

سأرۍ ہے زنگس تل ہوان۔

کشیٖرِ ہنزٕ دارِ چھےٚ ہوٕرنہٕ یوان:

وُچھہم نازک لکرِ آستان......دوٗر.....کشیٖرِ ہندۍ!

ہے فنا کرٕن والہِ، أمِس دِتہٕ اور واتنہٕ، کہنٕہ نٕے تہٕ مرٕ نہٕ موکھہٕ۔

أمۍ سُند سہٕ حق رٕچھتہٕ یُس تمہِ تتہٕ چہ میٚرِ دیتُمت چھُ تس کرِ وُرٕن۔

کشیٖرِ چھنہٕ ووں کانٕہہ ہتےٚ رُوٗدمُت۔ کشیٖرِ ہنزٕ دارِ ییٚلہِ بند چھےٚ گوٚھان

یہٕ چھسکھ تم شینہٕ طوٗفان بھوتہٕ ہستین ڈُوتھ زوان وُچھان

یہٕ چھس تِمس أکِس ہٕسۍ سنز دلیل پتھ رٕٹان......سوٗ ہیکہِ ہے نہٕ یہِ ژأرِتھ۔

سہٕ ییٚلہِ واپس آیوو پٔنُن ملک، کشیٖرِ نشہِ واراہ دوٗر

پرٕبتھ وٕرۍ یہ تتھ وٕنس منز ییٚتہٕ تتھ تِسنز موج مو یاےٚ

سہٕ چھُ تتمن پننہِ کرٕ ستۍ پننہ ماجہ ہنزن أڈۍ جن ساران۔

"As you sit by me here, you're just like my mother,"
she tells me. I imagine her: a bride in Kashmir,
she's watching, at the Regal, her first film with Father.
If only I could gather you in my arms, Mother,
I'd save you---now my daughter---from God. The universe
opens its ledger. I write: How helpless was God's mother!
Each page is turned to enter grief's accounts. Mother,
I see a hand. *Tell me it's not God's.* Let it die.
I see a hand. It is filling with diamonds. Please let it die
*Are you somewhere, alive, somewhere alive, Mother?*
Do you hear what I once held back: in one elephant's
cry, by his mother's bones, the cries of those elephants

that stunned the abyss? Ivory blots out the elephants.
I enter this: *The Beloved leaves one behind to die.*
For compared to my grief for you, what are those of Kashmir,
and what (I close the ledger) are the griefs of the universe
when I remember you---beyond all accounting--O my mother?

''ژٕ چھِہَم لرِہِتھ۔زَنتہٕ پنٕنی موج''، سوچھَم دَپان۔
بہٕ چھُسن سوظونس منز انان، زنتہٕ سو کشیرِ منز مہرینٛز
تہٕ ریگلس منزسو میأنس مأنس ستی گوڈنچ فِلم وُچھان
موج، کاش بہٕ ہیکُن ژٕ پننہِ کوچھہِ منز ٹلِتھ، بہٕ ہیکہٕ ہتھ بچأوِتھ......زنتہٕ پنٕنی کوٚر
کایناتن مژرووپننُن کھاتہٕ۔ بہٕ لیکھان: کأژاہ مجبوٗر اُس خُدایہٕ سنٛز موج!
وَرُق وَرُق پھِرُکھ تہٕ رقم سےٚ دوکھُک حِساب۔
اتھہٕ اکھ چھُسن وُچھان، موجی، دَپُم بہٕ چھُنہٕ خُدایہٕ سُند تہٕ مُرٕ تَن یہِ۔
وُچھان چھِسن موچھہِ منز لال ہیتھ۔دِتہٕ اُتھ مَرنہٕ۔
موجی، ژٕ ما چھِہَم زِندَ ے، کُنہِ جایہِ ما چھِہَم زِندَ ے موجی؟
ژٕ چھِہما بوٗزِتھ ہیکان یہِ بہٕ تیلہِ ژوٗرِاوُسس تھَوان، ہُسی سنٛزٕ چکہِ منز
یئلہِ سہٕ پننہِ ماجہِ ہنزن اُڈی جَن نِش واژدو
تہٕ باقی ہَسوتُجو تتھ زِسس نِش ہوٗل؟
ہُسی دأنتھ چھُ تمن ہَستِن نہنأوِتھ نِوان۔
تہٕ مےٚ لیوٗکھ: پرِ بتھ کانہہ ٹوٗٹھ چھُ کأنسہِ تہٕ کأنسہِ پتھ گِن تراوان مرنہٕ خأطرٕ۔
تِکیا زِ چانہِ موکھہٕ یُس مےٚ دوکھ ہیوٚت، اگر تتھ ستی مقابلہٕ کرٕ و تیلہِ کیاہ دوکھے چھہِ کشیرِ؟
تہٕ (کھاتہٕ ووٚنُم) تہٕ کیاہ دوکھے چھہِ ییٚمہِ کایناتکی؟
ییٚنہِ تہٕ یئلہِ ژٕ یاد کران چھُستھ سوٗرے حساب کِتاب اوٚک پاسہٕ ترٲوِتھ، ہا میأنٛز موجی؟

AGHA SHAHID ALI

# Zuv chhum bramaan

Kashmiri translation of
AGHA SHAHID ALI'S Selected poems
BY
Shafi Shauq

---

The extraordinary formal precision and virtuasity of these poems, as well as their often searing imagery, derive from Agha Shahid Ali's response to Kashmir's agony. But this is poetry whose appeal is universal, its voice unerringly eloquent. A marvelous achievement.

— EDWARD SAID

Translucent elegies 'for the city that is leaving forever (Srinagar) from one of its sons, who happens to be one of America's finest younger poets.

JOHAN ASHBERY

Shafi Shuaq (1950-) Poet, critic linguist, did his M.A., M.Phil and Ph. D in English from the University of Kashmir and teaches there. Author of several books, Shauq writes in Kashmiri, English, Hindi and Urdu.